## کِردار نامہ

وِکرم .... ہِندُستانک اکھ مہراج

سُمِترا .... وِکرم سٕنٛز رآنۍ

دیوٗ دت .... وِکرمُن برٛہمن دوٚس

وزیر

سپہ سالار

چندر سین .... سُمِترایہ ہُند بوٚیتُر

ریوتی .... چندر سینٕنۍ زنان

شنکر .... کمار سینُن نوکر

امارو .... اکھ پہاڑی سردار

الا .... امارو سٕنٛز کوٗر

—— تہٕ بیٚیہ کیٚنٛہہ زٕنۍ

# اَکم اَنٛگ

(شاہی محلُک باغ ۔ راجہ وِکرَم تہٕ سُمِترا رانی)

وِکرَم

میانہٕ لولہٕ، ژٕیہِ کیا زہ لوٗگُتھ یوٗت کال میہٕ نِشہِ بِنیٖس؟

سُمِترا

میانہٕ راجہ، ژٕہ چھکھنا زانان زِہ بہٕ چھس رٕمہٕ رُمہٕ چیانی، ادہٕ یِتہِ نَس آسہٕ تِتہٕ نَس۔ ہرگاہ چیانی گھرن تہٕ گھرہٕ چیوٚہ کامیوٚ ژٕیہٕ نِشہِ ، تیٚلہِ ژ محل وِژٕم نہٕ ژٕیہٕ نِشہِ کینٛہہ دوٗر تہٕ آسہٕ ہس نہٕ کُرمِژ۔

وِکرَم

بَلایہٕ گھرس تہٕ گھرہٕ چیٚن کامیٚن۔ میون دِل ہیٚکی نہٕ ژٕیہٕ میانہِ دُنیاہَس کھاَترٕ فرصت دِتھ۔ میہٕ چھُ بِتھٕ دُنیاہک اَذر وٚڈن لوان

سُمترا

نَہ، میانہِ راجہ! یُدوَے بہٕ چیانہ دِلچ دلبند چھُس، چیانہ دُنیاہِچ تہِ چھُس رآنی

وِکرم

افسوس۔ تمہِ بّے لاگ شادہِ ہنٛدی دوہ گوٚت گیہٕ یلہِ اَسہِ پانہٕ وٲنی محبّت سپزاو۔ یلہِ ہنہ سانیوٚ دُنیاہَو کلہٕ آسی گڈٕ متی۔ سانہِ وصلکہٕ پرٛاگا فنک ووہ شُلُن اُوس سانیوٚ دلو منٛزٕ خاموشی اندر نہ وتان۔ چیانیٚن اچھر والن پیٚٹھ اوس تیتھہٕ تھ ہارٕی موٚنٛد حیا، زَنتہ پوشہِ نرگس پیٚٹھ شبنم قطرہ اُوس پرٕزلان۔ چیانیٚن وُٹھن پیٚٹھ اوس تِتھہِ پأٹھی اَسُن ژھایہِ گتی کران، زَنتہ ہَوا اُوس منٛز پھرِکہِ وۄن ژونگ پلِکہِ اُوس گڈان۔ میٚہ چھُہ چیانہِ لوٗلُک سہٕ بّے تاب نالہِ موٚت وُنہِ تہِ یاد یلہِ گاش پھولنہٕ وِزہ اَسہِ جدا پیٚاو سپُدُن۔ تمہِ چیأنی سوٚتی پأری چھم ژٕلیٚتیٚس، یم تِرہ بّے مأل پأٹھی ترٛاوان آسکھ، تہٕ میٚہ نِشہِ جُدا گژھُن اُوسُوی نہٕ ووہ نٲرہ پوان۔ تمہِ وِزہ کیتہ اوس گھرہ،

گھرِ چھِ کامہٕ تہٕ دُنیاہک بیہٕ غم تہٕ پریشانی؟

سُمترا

مگر تِم اَسی سانہٕ ننرِ لازِمی ہنٛدی دوہ۔ اَز چھِ اَسی راژہ تہٕ رانی۔

وِکرم

راژہ تہٕ رانی؟ ہوہنہٕ۔ محض ناو۔ اَسی چھِ تِمہٕ اَکُن تہٕ کینہٕ۔ اَسی چھِ عاشق معشوق۔

سُمترا

ژٕہ چھکھ میوٗن راجہ تہٕ میوٗن خاوند۔ میانی کام چھِ ژٕ بیہٕ پتہٕ پتہٕ پکُن۔ میہٕ مَتہٕ کَرتہٕ پنٕنہٕ راجپیوٗک حضوٗر بناوِتھ شرمندہ۔

وِکرم

ژٕہ چھکھ نا میون محبّت پرٛژھان؟

سُمترا

پنٕنہٕ محبّت حدَس اندرہ ژٕھٹِھتھ کَرتہٕ میہٕ لیٛوز محبّت نکیاژہ پنٕزر چھُ سینٛزرہ۔

وِکرم

بُہ ووٗتس نہٕ زنانہِ ہٕنٛدِس دِلَس کُن تہٕ

سمترا

میانہِ راجہ، ہرگاہ ژٕہ اَسراف لاگِتھ ییٚن سورُوی کیہنہ

میۆ وٕنٛدکھ، بُہ گژھ ہُمہِ یِمہِ نشہِ تہٕ محرُوم

وِکرم

لوٚلٕرِی، ژھرٕ یۆ لفظو مَنٛزٕ نیرِہٕ نہٕ کیہنہ تہٕ۔ جانادارن ہٕنٛدیٚن

آلیٚن منٛز چھُ محبتُک سوٚت سوو۔ وُٹھن دِہ وُٹھن ہٕنٛز

راۓچھ کرِہٕ تہٕ لفظن دِیِھ ہنا ہیٚن دَم

(حاضر باش اژان)

حاضر باش

مہاراج۔ حکومت کِس کتھ تام اَہَم مامُلس پٮ۪ٹھ کتھ باتھ کرٕنۍ

چھُ دِنہٕ یِرہ اجازت یژھان

وِکرم

نہ، وُنی کیٚنہ نہٕ

(حاضر باش نیران)

سمترا

مہراج، پنہٕ دِیوُس

وکرم

حکومت تہٕ تمکی ماملہٕ ہیٚکَن پرأرِتھ، مگر فرشتکی یِم مارٕ منٛدی ساتھ چھ سیٹھا کم بَدَس یِوان۔ یِم چھ گُلن ہنٛدی پأٹھی برٕ گژھان۔ تِوہٕ پتہٕ ذمہٕ وأری مُلتوی کرنی تہٕ چھ ذمہٕ وأری ہنٛدوی حِصہٕ

سمترا

مہراج، بہٕ چھ سو پا دَن بیٚوان، پَننہٕ کامہٕ دِتیوٚ تَن

وکرم

بِہ تِی، سنگدل زنان! ژٕ یہٕ چھیہٕ خیال ہٕ چھُس ہمیشہ چیون بےٚ مال محبت زینہٕ کھأتہٕ ژٕ یہٕ پتھ مَران، قطرٕ قطرٕ بایتھ کرلیشان؟ بیہہ ژٕ ی ہٕ دراس۔ (نیران)

(راجہ سُندر برہمن دوس دیوُ دت اژان)

سمترا

میہٕ گوٚژھ دُن، یہٕ کیٛوٚتھ ستو رچھ نیبرٕ گنی گژھان۔

دیۆودت

یہٕ شوہرہ؟ حکم گرٕیوُم، ئہٕ ہیہ ناوِہ یہٕ بوٗچھ ہیٚوت تہٕ افلاس زٔد شور سپاہیٚن ہٕندہ ذریعہ۔

سمترا

تٔہندِل مہ کرُم، سیٚدُی وَن قصہٕ کیاہ چھُ سیَد مُت؟

دیۆودت

قصہٕ ہٕنٛز کیہہ تہٕ۔ یہ چھہ محض بوٗچھ۔ کمینگی پیٚٹھ واتِتھ افلاسیچ بوٗچھ۔ ژراگہٕ لدٕ وحشتی یَن ہنٛز ٹینگھاہ اکھ پننِس کِنہٕ شور لاگتھ شاہی محلہ کیٚن نندرہ ہتیٚن پوشہٕ نولن کھوژہ ناوان۔

سمترا

مگر مالہٕ، بہٕم بوٗچھ ہٕتی کمُ چھہٕ؟

دیۆودت

یہٕ چھہ یمَن پننِہ بدقسمتی۔ راجہ ہندیٚن یمن مفلس رعیتن گوواریاہ کال اَجہٕ ژوچہ پیٚٹھ گنتالہٕ کران۔ مگر یم چھینہٕ دِنہٕ تہٕ مکمل فاقہ گی اندر مایر سیٚدی متی۔ گاژاہ حیرانی ہنز

کنہ چھہ۔

سمترا

مگر مالہِ کھاہ ہیے پیہ فصلہِ ہیتی شوٗلان چھہِ۔ راجہ ہندِ رعیت کیاّزہ مرٕن بوٗچھہِ بوٗچھ کران۔

دیودت

فصل چھ تسندِ لیہنز زمین چھہ۔ یہ ماچھ عزیزن کیوٗتھ۔ یم چھ کوٗرن اندر موٗژِتھ راجہ سندس دٲزہ وٲنس ہوٗنین ہندِ پاٹھی اچھ کرِ کرِ وُچھان۔ اَدہ یا ژھیٹھ ہیلی یا لورہ کھینہ کھاترہ۔

سمترا

امیوک معنہ چھا زہ ییتھ ملکس اندر چھینہ کانہہ راجے؟

دیودت

کیاّزہ چھینہ، اکھ ترآوتھ چھ ہتھ

سمترا

راجہ ہندی حاکم چھِنا حالاتن نظر گذرتھاوان۔

دیودت

تہندین حاکمن کُس ہیکہِ راہ کھارتھ؟ تم آیہ پرٕ ملکہ بیٹھ

ژھری اُنھ گلوان گلوان یوتم چھا راجہ ہندین رعیتن چھینو
اَتھو دُعایہ خاطر کرنہٕ کھاتِرہ آمتی ؟

سمترا

پرٕ ملکہٕ بیٚنیھ ؟ کیاٚ تم چھا میاٚنی آو اٚشناو ؟

دیودت

بے شک ، مہرآنی

سمترا

جے تیین کیُوتھ چھُ

دیودت

سُہ چھ ہنگرٛھ کیس پرٕ گنس بیٚنیھ تمہ ژتہٕ انداجہٕ حکومت
کران نہٕ اناجہ تہٕ پوشاکہ ژنگی یہ کینژھا گند غلاظت
اٚسن سو تھاوُن ڈوٚتھ ۔ وو نی چھ لگن صرف کرانٛز تہٕ
ژہمی آژ پتھ گنٛ روزمرٕ

سمترا

اچھا تہٕ شلاہ کیاہ کران ؟

دیوٗدت

سُہ چھُ تجارتس پیٹھ نظر گُذرتھاوان ۔ سُہ چھُ تجارت پنٕنس زاتس نفعکہٕ بارہ نِشہِ لوٗژراوان ، تہٕ سُہ بار چھُ پننین کھلین شانن پیٹھ تلان

سمترا

تہٕ اجیت ؟

دیوٗدت

سُہ چھُ وچھے کوہٕ روزان ۔ بڈہٕ مزہٕ دار پاٹھۍ اسان اسان زمینس شانن اتھ ڈالان ، تہٕ یہِ کینژھا اتھوٕ ہیتی سارا ن چھُ، تہٕ چھُ بڈہٕ احتیاطہٕ سان جمع کران ۔

سمترا

کأژاہ منہ چھہ ۔ میہ پرہٕ پننہ مالنی ، ُملکچ یہِ گنڈ ہٹادتھ لوٗک بچاوٕنی ۔ مہراج چھُ ہہ کیا یوان ، تہٕ نیرووٕنی ۔

(دیوٗدت نیران تہٕ راجہ اژان)

بہٕ چھس پننین لوکن ہنز ماج ، بہٕ ہیکہ نہٕ تہنٛد وَدُن رُدن ژالتھ ۔ میانہٕ راجہ ، لوٗکھ بچاوٕ کھ

وکرٚم

بٔ کیاہ ہیوٚ گژھتھ کرٕن، ژٕ وَن؟

سمترا

یمہٕ ملکس پیٹھ ظلم چھ کران، تمہٕ ژٕ ھنک پننہٕ سلطنتہٕ منٛزٕ نیٚبر کڈِتھ۔

وکرٚم

ژٕ یہ چھیہٕ کیٛنہہ خبر تِم کم چھ؟

سمترا

اوہ، میہ چھ خبر

وکرٚم

تِم چھی ژٕ یہ پننی ٹبٔد باندو

سمترا

تِم چھنہٕ میہ لوکن ہندہ کھوتہٕ پننی کیٛنہہ تہٕ۔ تِم چھ محض تھپل ژٕ دٕر، یِم چیانہٕ تختک سایہ رٹِتھ پننی نِشکاز چھ ژھارٲن۔

وکرٚم

تِم چھ جے سین، شیٖلا تہٕ اجیت۔

سمترا

یہِ ملک گژھ تھندِ وجودہ نشہِ نجات لبُن

وکرم

تم بیٚرَن نہٕ لَرٕ ایہِ رٚوس کیٚشہنہ تہٕ

سمترا

بیٚرَن نہٕ، تہٕ لُرٕ ہتہ کڈٕکھ

وکرم

تمَن سیٚتی لرٕا؟ مگر گوڑہ زٕنیٚھہ بہٕ ژرہ، اَدٕہ پیٚہِ میٚہ
دُشمن رام کرنس فُرصت۔

سمترا

مہراج، ژٕہ دِہ میٚہ پنٕنہِ رانہِ اجازت۔ بہٕ بچاوکھ پیٚیٔی
رعیّت پانے۔ (بیٚران)

وکرم

یہِ چھکھ ژٕہ میٚہ مَنزَرانان۔ ژٕہ چھکھ پنٕنس بُڈمی ہٕندِس
تھزرس پیٚٹھ گٔژھنی زٕنی بہت، یُور نہٕ بہٕ بیلان چھس۔ ژٕہ
چھکھ پنٕنس دَیس گُن دوران تہٕ بہٕ چھس ژٕیہ پتہ لاران۔

(دیوٗدت اژان)

دیوٗدت

مہراج، توہیہٕ کیاہ زِہ گٔژھ نی؟ مہرانی کتہٕ چھےٕ؟

وکرم

بُرٛہمنہٕ! یہِ چھُ ساٹھی چیانی سازِش۔ تِہ چھُک راجِہ خبرہ میٛنتھ یور یوان تہٕ مہرانہِ بوزِہ ناوان۔

دیوٗدت

سلطنت چھُ کرِ یکہ دی دی پننہِ خبرہ پانے رانہِ تام واتہٕ ناوان۔ حالات چھِ تتھ حدس تام واتی متی زِہ تمِ چھِہٕ چیانس آرامس خلل گژھنس کھوژان مہراج تِہ مہ کھوژ میٛہ۔ بہٕ چھُس مہرانہِ پننہِ بُرٛہمہِ نانہِ ہُند دکھنا ہیٛنہِ آمُت۔ تکیاہ زِہ میٛہ چھُ زنان ناراض، لیٖکھ چھُس نہٕ وٕے تہٕ گھرس اندر چھُ وارِیاہ ہُدٕ بوچھ بوچھ کران۔ (ڈیران)

وکرم

بہٕ چھُس پننین رعیتن خوشحٲلی کانچھان۔ تمن سیتی کیاہ زِہ

سپدہ نا انصافی تہٕ ظلم ؟ طاقتور کیاز٘ہ روزہ کمزورن
ہنٛزن آسائشن زاگان، معمولی معمولی آسائشن ؟

(وزیر اژان)

میٚانہِ سلطنتہٕ منٛزٕ ژھنٛنکھ ساری غارِ ملکی ٹھپِل ژور
ہمی دَم کڈِتھ۔ بہٕ گژھہ نہٕ یتہِ یوٗر مظلومن ہنٛزٕ کریکہ
کنٕہ دوہہ تہِ بوٗزن۔

وزیر

مگر مہراج یتھ بیمارہ وارِیاہ کال موٗل گیہٕ رٹان، سہ
چھ وونی اکِس دوہس اندر گالنی سیٹھاہ مشکل۔

وکرم

ہرگاہ ہنٛتس ورٕی لَس تہٕ کنہ کلٕی موٗل آسن دِتی مِتی، طاقتہ
سانٛی گوڈس ٹخ دِموس بڑونٛز تہٕ لگیس نہٕ پتھر پیٚنٛس۔

وزیر

مگر اسہ چھ سلح سامان تہٕ سپاہن ہنٛز ضرورت

وکرم

میوٚن سپہ سالار کتہ چھُ ؟

وزیر

سُہ چھُ پانہٕ غائر ملکی مہراج ؟

وکرم

تیٚلہٕ اَنِگھ بوٗ چھ ہتی لوٗکھ۔ میٚانیٚن خزانَن مٔنز ریر۔ شوٗرِتھ دِہ غلّہ بُہتھ ؟ تِمن بَر دٔیارہ ہَلم۔ ہرگاہ تِمَن میوٚن راج تہٕ ضرورت آسہِ، سُہ تہٕ نیٚن امہٕ سان تہٕ خوش روٗزن۔ (نیران)

(سمتراہ تہٕ دیودت اژان)

وزیر

بہٕ چھس آداب بجا انان، مہرآنی

سمترا

اُسی ہیکو نہٕ افلاسس تیٚنِس ملکس اندر ڈیٚچ رٔزتھ آوِتھ

وزیر

تہندٕ کیا حکم چھُ، مہرآنی

سمترا

میٚانہٕ طرفہٕ گژھَن سارِی سَردار ہیم غائر ملکی چھ نادہ دِتھ اَنِنی

وزیر

میٖہ چھ برٛ دٔنِھ پہ کٔتھ کرٕہٕژ۔ مہراجہ ہٕنٛدِہ طرفہٕ چھ میٖہ تمَن رازدانٕہ اندرٕ ہنٛچ دعوت دِژٕہٕژ، حالانکہ میٖہ اُس نہٕ اَمِچ منظوُرِی مہراجس ہٕتیٛژ ہٕژ، صرف اَدہ موکھ زہ خبر سٕہ مانہٕ بِیاٚ؟

سمترا

ژٕ میٖہ کرٕ سوُزُتھ تمَن ناد؟

وزیر

دوٕنی ہیوتُن رتیٖتھ نزدیک گژھُن، تہٕ چھُس پرٕ یتھ ساعتہٕ تہندس جوابس پراران، مگر بٕنِیہٕ جاپہ چھُم نٕسک نہٕ تِم دِن رٕنیاٚ کانٛہہ جواب۔

سمترا

کیاہ مہراجہ ہٕندِس بلاوس تہٕ دِن ناجواب؟

دیودت

مہراج چھُ اکھ نٔبے پٔژھ شوقیے بٕنیومُت، یتھ بیٖنٛھ تِم پٔژھ کرن یا نہٕ کرن، یہ چھُ تہنٛز مرضی

سمترا

تہندِہ کھاؤنرہ تھاو سپاہ تیار۔ میأنی آشناو آسنہٕ کنی چھِ تمن میہٕ نِشہِ جواب دیُون

(وزیر نیران)

دیودت

تم ہِن نہٕ ہرگز تہٕ، مہراۓنی

سمترا

تیٚلہٕ کرِہ مہراج تمن سیتی جنگ۔

دیودت

مہراج کرِہ نہٕ ہرگز تہٕ جنگ۔

سمترا

شہٕ کرِہ نہٕ، بہٕ کرِہ

دیودت

ژہٕ کرکھ؟

سمترا

بہٕ گژھہٕ نیٚنِس باپس، کشیرِہ ہندِین راجہٕ ہمارِ سینِس نِشہٕ

تس نِشہٕ مدد اُنتھ کرہ یمَن باغی سردارن ہیتی جنگ، یموٚن کشیرہ
ہنٛد ناو منٛدہ چھوو۔ تٕہ کر میٚہ یمہٕ مُلکہٕ منٛزٕ ژٕلنس
اتھہٕ رٕوٹ۔ ہرگاہ حالات زیادہ خراب گیہٕ، تٕہ گژھہٕ زٕہ
پنٕن فرض پوٗرہ

## دلیوٚدت

لوٗکن ہنٛز مہربان ماج، یہ سر چھُ تٕریٚہ ہرٕ دنہٕ کنہٕ نمان

(دیٚران)

(وکرم اژان)

## وکرم

تٕہ کیازٕ زٕہ ذرا ایک میانٕ ہاری؟ تٕریٚہ چھوٗی مولوم چیانہٕ با پنٕھ
کوتاہ الترپشہٕ چھس بہٕ کران ؟ تَوَے ما چھک تٕہ میٚہ
بچہٕ نظرہ وُچھان تہ میٚہ نِشہ دوٗر ژٕلان۔

## سمترا

بٕہ چھس چیانِس تنتھ دِلس گٔژ زٕنی چھادٕنس منٛدچھان،
یتھ پنٕٹھ سارِنی لوٗکن ہنٛد حق چھُ۔

وکرم

پہ چھا اَدہ پوٗز ژہٕ چھکھ ہیٚنِس مدہوش کرہٕ وٲنِس تھزِس
پیٚٹھ بہت تہٕ ژٕ چھس لَرِتھ تہٕ میٚٹھِ اندر پان لیٚھوان؟
ژیٚیہٕ رُوزی نے خبر زہٕ میہٕ چھہٕ ہیٚنیٚن طاقتن ہنز پتہٕ،
میانِس طبیعتس اندر چھہٕ سُہ زور یُس نہٕ رام گژھہِ تہ یُس میہٕ
چیانِس محبتس اندر تبدیل چھہٕ کوٗرمت۔

سمترا

میہٕ کرِو نفرت مہراج، نفرت کرٕ لوٗم۔ میہٕ منشی رٲو۔ ہہٕ
ہیٚکہٕ یہٕ سورُوی کیٚہہ آسان امان ژٲلِتھ، مگر ہیٚنز مردانگی
مَتہٕ کرِی توٚ اکِس زنانہٕ ہنٛدِس حُسنس پیٚٹھ برباد

وکرم

یوٗت محبت آسِتھ تیٚا یتھ غفلت؟ چیٚون یہٕ تغوفُل چھُ
میانہِ دِلکُ لول زِتہ سٕری کران۔ یہٕ ژہٕ رِتھ تہٕ چھکھ
ژہٕ اکھ لرِتھ یتی بلہٕ ناوان

سمترا

میانہٕ لولہٕ، ژٕ چھہٕ سَے پاذن بیٚیوان۔ ژیٚیہٕ کرِتھ نا پننہٕ

رانہِ کاںتیاہہ بھرہ خطا ناپھ ؟ پتھ کیاہ زِہ اَدہ یہِ غضب یلہِ ہُ محض بے خطا چھس ؟

وِکرم

میانہِ لولہِ، دو تھ میانس دِلس نزدیک وولہِ۔ نینن نزین بناو ہنز رہ، سہ نراو میہ نالی تہِ اکہ بزنزہ کھاترہ کرُن یہ میانِ زندگی ناسوہ نشہ بے نیاز۔

نیبرِ گژ اکھ آواز

مہراجِ، جی

سمترا

یہ چھہ دیودت۔ ہنیوسا کیا شلیچھ اُنتھ ؟

(دیودت اژان)

دیودت

سانین صوبن اندرہ یمو یرہ مُلکی حکمرانو مون نہ مہراجہِ سُند ناد۔ تموہ ہنز لغاوتچ تیاری کرنِ۔

سمترا

مہراج، بوزان چھوا ؟

وکرم

برہمن! شاہی باغ چھُنہٕ دربارِ خاص یتہِ مشورہ چھ سپدان۔

دلیو دت

مہراج چھُ مشکلہ ہنی دربارِ خاصس اندر سمکھان، تکیازہ سُہ چھُنہٕ شاہی باغ۔

سمترا

مہراجہ ئندِس دستر خانس پیٹھ بلکن وألی یم بدبخت ہوٗنی لگیاہ پننس غارِ خاصس خلاف ٹاوں کرہ ہکی خاب وُچھینہٕ؟ مہراج وُنی کیتہٕ چھا دربارِ خاصس اندر مشورہ کرہٕ نک موقعہ؟ تو ہر برونہہ کنہِ چھنا دٕھصاف؟ یُمن فوج ہیتھ نیرِ یو تہٕ یم بدبخت کٔرِ یُو کھ ختم

وکرم

مگر سوٗن سپہ سالار تہٕ چھ پرٕ ملکی۔

سمترا

پاپہٕ گرٕ ٹھیو مہراج۔

وکرم

ژۍ چھُ سے بہ کران؟ بہٕ چھُس ساپُنہٕ وَترِ ہند کوٗنڈ، اکھ
پُچھ خاب؟ بہٕ ینہ ہٕ اکھ قدم تہٕ پَتہٕ پیٚش۔ ہرگز تہٕ ینہٕ۔ بہٕ
کرہ یمن ہلکی شرط پیش۔ اَمہ ساریِ میٹنگ کُس چھُ
ذمہ وار؟ یہ بٔرہمن تہٕ ژٕہ زنان۔ تۄہہ کرِوہ اکس نندرِ
ہنٛس سَرفَس واَج منٛزہ ہشیار کرِنچ سازش۔ یمن ہٕ پننس
پانَس حفاظت کرِہ نُک طاقت چھُ آسان۔ تمے چھِ بیَن مصیبت
پادِہ کرنَس منز لاپروا آسان

سمترا

افسوس، بدقسمت ملک تہٕ بدقسمت زناہٕ یُوسہ یمہ مُلکچ
رانی چھ۔

وکرم

ژٕہ کوت ڈرایکھ؟

سمترا

بہٕ نزاوتھ ژٕہ

وکرم

میڈ تر او کھ ؟

سمترا

اَڈہ، تُہ ییرہ ہین باغی ین سیتی جنگ کرنہ۔

وکرم

یہ چھا اکھ زنان میڈ طعنہ دوان۔

سمترا

بُہ چھس الوداع کران۔

وکرم

ژہ ہیکک نہ میڈ ترا وِتھ۔

سمترا

بُہ ہیکہ نہ ژ بیہ سیتی رُوزِتھ تکیازِ ژ بیہ منز چھ کمزوری پوان۔

وکرم

گژھ نیبر۔ مغرور زنان۔ مہ یانہ زبوُزہ لُوزکھ نہ ژہ واپس پھیرِ

بیہ مینتھ نہ میڈ نِشہ کُنہ مَدد چ آش تھاوک۔

(راَنی ییران)

دیودت

مہراج، توہہ دیوت وا اُمِس کُنی زَنہ گرٛ ھنہٕ ؟

وکرم

یہ گرٛ ھ ہنہٕ کُن تہ۔ میہ چھُنہٕ یقین اَمہ کیا ڈون پوٗز

دیودت

میوٗن خیال چھُ، یہ چھ ینہٕ کِتھ پیٹھ ڈیٹھ

وکرم

یہ چھُ صِرف زنانہٕ مکر، میہ کھوٗژہ ناوان تہٕ یژھان یہ گوٗڑھس کینژھاہ کرُن۔ میہ چھُ اَسندِ یم طریقہ کھران اُمِس گرٛ ھ فِکرِہ تَرُن زِہ یہ ہیکہ نہٕ میانِس محبتس ہیتی گنِدتھ۔ یہ کھیئہِ اَتھ پیٹھ اَفسوٗس۔ میانہٕ باُجی پارہ آخرہ تہ پیٹھا میہ یہ سبق ہیچھنوی زِہ محبت چھُنہٕ راجہٕ ہندِہ کھاٹرہ۔ شُرتہ کَس نِشہٕ ہیچھ؟ تَس زنانہٕ نِشہٕ یَس بہٕ ینہٕ زوالکی پاٹھو محبت چھُس کران.

دیودت زٕہ چھک لوکچاڑہ پانہٕ پیٹھ میہ ہیتی ژرینھومت ژہ مُشرراو، اکہ برٛنزہ کھاٹرے سہی، زِہ بہٕ چھُس راجہٕ.

ژٕ کرنہٕ محسوٗس زِ میانِس سینس اندر تہٕ چھُ النانہٕ
شُد دِل، یُس دگ دُود نہٕ چھُ زانان

### دلیوٗدت

میانہِ باجی یارہ، میوٗن یہِ دِل چھُوی آیت۔ یہِ چھِنہٕ
چیانِس محبّت ہِی اوت تَن دار بلکہِ چیانہٕ ژکھ شرارٕتہٕ

### وکرم

تیلہِ کیازِ چھَہَن ژہ میانہٕ لرِ کُن بلایہِ سنگہِ نادان؟

### دلیوٗدت

چیانہٕ لرِ آسن ریتہِ ہیٚر مٔژ۔ میہٕ کوٚر ژکھ کرنکھ دِتھ
ہشار۔ یہِ کھوٚ تمہ۔ تقصیر؟

### وکرم

فائدہ ہشار گژھنہٕ منزٕ؟ یلہِ پرِ بیتھ کیٚشہ محض خاب
چھُ، میہٕ تہٕ دِتہٕ پیٚنی لوٗکٹ موکٹ خابہٕ ہیٚن سِیرہ کرہ
نہٕ، ہرگاہ زن یُٹہ سرتھ ہینکن، اَدہ مرہٕ ازٕ یتہٕ
یاژاہہ وہری کَس آسن وُنی کینژی دو کھ یاسوکھ باد؟
دلیوٗدت، ژہٕ نیرتہٕ میہٕ دِہ بہرس اکِس دو کھن ہُند

کنیزٕ چھا وِنہٕ۔

(اکھ درباری اژان تہِ پرٕلکی چھُ)

درباری

مہراج، اَسی چھِ تۄہہِ نِشہِ انصاف یژھان۔ اَسی ہیم تہٕنٛدِس
یتھ ملکس اندر مہرانہٕ ہیتی آمتی چھِ۔

وکرم

کمیوٚک انصاف؟

درباری

اَسہِ بوٗزٕ مہراج زٕ تۄہہِ نِشہِ چھِ اَسہِ خلاف اَپزٕ الزام لوٚن
لاگنہٕ، صِرف اَوہ موکھہٕ زٕ اَسی چھِ پرٕلکی۔

وکرم

کیاہ خبر تمہِ الزام کیاہ آسَن نہٕ پزٕ؟ بہرحال لوٚت تام میٚہ
تۄہہِ بیٚیٹھ پژھ چھِ تۄہہِ کرٕ لونا دَم؟ میٚہ چھا زنہٕ تہٕ از
تام تۄہہِ بیٚیٹھ رژھ تہٕ ننک گوٚزمُت، سُہ ننک یُس زَن
بُزدِلن ہنٛدِس دو دِرژٕلس منٛز کھوٚڈہٕ گیٚمن ہنٛدی پاٹھی
پلان چھُ۔ بہٕ چھُس نہٕ لگادتس کھوژان۔ بہٕ ہیٚکہٕ تمتھ کھوٚرن

تل بُڑ وکُس کڈھتھ۔ کھوژان چھُس زِہ میٚہ اندر گوژھہٕ لوٚنڈر
باٚوہ سپدُن۔ ژِہ ہیٚکک دوٚنی گرٛھتِ۔ (دربارٕ بیٚران)

(وزیر تہٕ دیو دت اژان)

وزیر

مہراج، مہرآنی ژٕج شاہی محلہٕ منٛزہ گرٛس بیٚٹھ

وکرم

کیاٚ چھک ونان؟ ژٕج! شاہی محلہٕ منٛزا؟

وزیر

اَوہ مہراج، ژٕج

وکرم

ژیٚیہ کیاٚ زِہ رُکاٚوژھن ہٕ؟

وزیر

سو ژٕج ژورہِ مہراج

وکرم

اَوہ کمیٚ ژٕنی ژیٚیہ یہ خبر؟

وزیر

مندرکی پزاٰری۔ تمۍ وُچھ سۄ شاہی راز دانہٕ ہنٛدہٕ مندرہ بُرٕ دٔنٛہِہ کنہٕ گرِمٕس پٔتھٕ گرٕ ھان۔

وکرم

تس سُوزِ یوٚ بلاوہ۔

وزیر

مہراج، وُنہٕ آسہِ نہٕ سعٕ تیٚتہِ کیٚنٛہہ تہٕ دوٗر ہیٚتر۔ سۄ چھُ وُنی وُنی ڈراہِتھ۔ توہی ہیکیوٚنٛ سۄ وُنہٕ تہٕ واپس پھیرِتھ

وکرم

اہم کتھ چھَنہٕ سۄ پھیرِتھ اَنٛنی بلکہِ یہِ کتھ زہٕ تمہٕ ترووُس یہٕ۔ بہٕ ترووُلس۔ میانی سِپاہ تہٕ قلعہ، قادتہٕ شیٚتر زدلانہٕ کُنہٕ چیزن تہٕ ہیوٚک نہٕ اَکس زنانہٕ ہنٛد لوکُٹ مۄکُٹ دِل بند تھاٰوِتھ۔

وزیر

افسوٗس مہراج، لوکہٕ کتھہٕ پیٚنٛ ژۄ بآرِی تتھے کنہٕ وۄتلتھ، پتھ گنہٕ سہلاب سوٚتھی ژٹھ مَری پیٚھ ژھٹ چھُ کڈان۔

وکرم

لوٗکہٕ کیتھہٕ؟ تِمن ہیوٚ ژٲن پننہِ زہرہٕ سیتی پانَے زیوٕہ۔

دلوٚوت

گرٕہِنہِ وِزِہ چھ لوکھ پننیٚو ہاہِ ینٛژَو شیشہ کھنجو منٛزی
دُپہرِکس اختابَس کنُ ملّٕے گنڈٕنک جوٗرتھ کران۔ اے بڑٕہ
مہرآنی، چیاَنی آینٛتھ غاَیتھ پھیرہ چانِہٕ یتہٕ چانِہٕ، مگر ژٕہ
ژٕرینٛزٕ لکہ کرٕہِنہِ اوٚبرہ منٛزی اختابکہِ نوٗرکی پاٹھی۔

وکرم

پرٛزآری کَرِ یوٚن میٛہ نِشہِ حاضر؟

(وزیر یِران)

بٕہٕ ہیٚکَن سوٗ وُنہِ تہِ ژھاَرِتھ تہٕ والِس اَنِتھ، مگر میانی کام
رُوزِ باہ ہمیشہ یہَے؟ سو گژھہ میٛہ نِشہِ دوٗر ہیٚوان تہٕ بٕہ
گژھہ تَس پتہٕ حالہِ حاَران پھیران۔ مغروٗر زنان، گژھہٕ ژٕل
رانَس تہٕ دوٚہس، بے گھر، بے محبّت، آرامہٕ روٚس تہٕ امنہ
روٚس۔

(پرٛزآری اژان)

گژھ گژھ، میٚہ بوز سیٹھا کیٛنہہ۔ میٚہ چھُنہٕ بیہ کیٛنہہ دٕرئ یاف
کرنٕک ضرورَت۔ (پزٲرۍ بیٚرن ہیٚوان)

اچھا، پھیر پوٚت۔ یہ وَنتَم، سوٕ وُٹھا پوٗزا کرٕنہٕ منٛدرس
بیٚٹھ بوٚن تہٕ اَتھۍ گنڈٕ اسۍ سہٕ پھٲٹان؟

## پزٲرۍ

نہٕ مہاراج، تَمہٕ روٚٹ بڑنٛرس گھنڈس پَتھ گرتہٕ منٛدرس
کنٕ بُتھ کرِتھ تَمہٕ رووٗن کلہٕ۔ یَتہٕ ترووٗن وُزمَل ہیٚو گرٕ
بٕہ ہیٚکہٕ نہٕ وُنِتھ تَس اوٗسا اَچھَن اندر اوٚش کینہٕ نہٕ ہیکیا نہٕ
منٛدرکِہ طرفہٕ اوٚس سا سہٕ گاش زوتان۔

## وکرم

تَسنٛزَن اَچھَن اندر اوٚش؟ کیاژہٕ ہیٚکک ناتہٕ ژٕ تھ کتھِ ہُند
تصوٗر تہٕ کرِتھ۔ حَد، یہ گو حد۔ ژٕہ ہیٚکک گژھت۔

(پزٲرۍ بیٚران)

میانہٕ بھگوانہٕ! ژےٚ چھےٚ خبر زِہ میٚہ بو ہٕ تس سیتی بَدی
کرٕ سوٕ چھ یژی زِہ میٚہ یژھ نہٕ گارٕ سو۔ بُہ اوُسُس
تَسندہٕ لولہٕ کھاطرٕ بنٕ راج تہٕ بیٚنٕ سوٕرگ ترٲوِتھ بیٚٹھ

تیار۔ مگر ژٕ تِم نہٕ میہ ترٲوتھ، سوے ژٕج۔

(وزیر اژان)

وزیر

مہراج، میہٕ کٔرۍ کینہہ ژٕنی تس پتہٕ گرٕ ین بیٹھ رٔوانہٕ۔

وکرم

تِم بلاوکھ، واپس۔ خاب ژوٗل، چیاٰنی فاصِد کیٛتہٕ ہیٚکن نتھہ ژٕٹھتھ؟ فوجس دِہ تیار روزنہٕ نک حکم۔ بٕہ ینرہٕ پانہٕ جنگ کرنہٕ تہٕ ساری باغی ساوکھ موتچہٕ نِندرہٕ۔

وزیر

ییتھ پاٹھی مہراجہ سُنٛد حکم آسہِ۔ (نیران)

وکرم

دیوتا، ژٕ کیازہ رٕ وُدِہ پاٹھی لوتی بہت؟ ژوٗرن گٕژ ٹکھ تہٕ چھُنجہٕ ہیٚن ترٲون یتھ کُن۔ بٕہ چھس ینٛہٕ آزادی واپس تلان۔ بہٕ چھُ میہ کیوٗتھ خوشی ہند ساتھ۔ مگر اپز، میانہٕ باجہ یارہٕ اپُزہٕ۔ میون بہ کلامہ چھوٗی اپُزہٕ۔ میانہٕ وانجہ چھُوی اندری کٔنز اکھ ظالم دود نِشراکہٕ وایان۔

## دیوۄت

ژٕ یِیہٕ ییبی ہٕ وونٕ دادٕہ یا محبّتہٕ کھاتٕرٕہ وقتی چیاٖنی زندگی
بنٕہ وونٕ مقصدٕچ اکھ کول ہٕیتھ فتح کرنہٕ کھاتٕرٕہ چیوٚن
دِل ہر وِزنہٕ بےٚ قرار روزنہٕ

## وۄکرم

مگر بہٕ چھُس ہٕ دُنہٕ دِلہٕ کنی پورٕہ پأٹھۍ آزاد سپدِمُت۔
میہٕ چھُ بہت زٕہ سہٕ ییہٕ میہٕ نشہٕ واپس۔ تس ترٕہ
جلدی فکرٕہ زٕہ تسندُ عاشق چھُنہٕ دُنیا۔ بلکہٕ مردٕہ بسند
دِلُ چھُ زنانہٕ ہندُ دُنیا۔ تس ترٕہ ادٕہ فکرٕہ تمہٕ گیہٕ زٕ
یلہٕ زن سہٕ اتھ منزٕہ رادلیسٕ تہٕ میوٚن سہٕ وکھ یہٕ زٕ بلی
یلہٕ سہٕ امہٕ مدٕہ وُسِتھ میہٕ نشہٕ واپس واتہٕ تہٕ مایہٕ ہٕتر
ہیٚیہٕ میہٕ محبّت کرٕن۔

(حاضر باش اژان)

## حاضر باش

مہرانہٕ ہنز چیٹھ چھِہ، مہراج۔

(چیٹھ دِوان تہٕ نیران)

وکرم

سو چھُ بڑوٚنٹھۍ پشیمان۔ (چھیٹھۍ پَران) بس، بیتوٗی۔
صرف زَۓ سَطرہ زِہ چھُہ چھِس پنٕنِس بآبس نِشہٕ کٔشیرِہ
گژھان، یُیتھ تَس مدد ہیٚتھ چٲیانہٕ ملکچ بغاوت بیٚہہ ناوِہ۔
یہٕ چھُ توٚہین۔ کٔشیرِہ ہُنٛد مدد؟

دلبودت

ژٕہ مَہ دِہ بڑوٚنٛژ تہٕ تَس پابند کرنَس۔ سوٗی گوٚس چیٚوِن انتقام

وکرم

میوٚن انتقام؟ تہٕ وُچھک ژٕہ پائے۔

# دوٚیِم اَنٛگ

(گٔتٕشیرِہ اَندر خیمہٕ ۔ وِکرَم تہٕ سِپہٕ سالار)

سِپہٕ سالار

مہراج، گستاخی معاف، تُہٕ ہیٚکا تُہندِ سَلطنتہٕ کہِ مُفادہٕ کھاطرٕ کینٛہہ مَشوٗرہ دِنُک جوٗرتھ کٔرِتھ۔

وِکرَم

ژٕہ ہیٚکِکھ دِنِتھ۔

سِپہٕ سالار

پٔننِس مُلکَس اندر گوٚو اَسہِ بغاوَت ختم، بٔلکہِ باغی تہٕ چھہ وۄنی کیٚنٛہہ تُہندی طرفہٕ لڑان۔ میٚہ چھُہ فِکرہِ تران گٔتٕشیرِہ بیٚٹھ پٔنٕن طاقت تہٕ وقت ضایہ کرنہٕ۔ مٔژرہ کیاہ بیٚرِہ اَسہِ۔ بیٚیہ تہٕ یٔلہِ پٔننہٕ راز داہ اندر تُہنٛز موجوٗدگی چھہ وۄنی کیٚنٛہہ سیٚٹھا ضرورٕی؟

وکرم

یتہٕ واتہٕ نہٕ وُنہٕ لڑأی اَنٛد۔

سپہ سالار

مگر مہرأنہٕ ہٕندی بأی کمار سٮ۪ینَن تُل پَنٕنہٕ بٮ۪ینہٕ ہٕندِہ گستاخ
بنٛنگ پوٗرہ سزا۔ تِہٕندِس فوجس سپٕز چھلہٕ وۄدر تہٕ سُہ
چھُ پان بچاونچہ ژھیٚپہٕ نوان۔ تٔسنٛد پتٕر چنٛدر سٮ۪ین چھُ
خٲلی تختس پٮ۪ٹھ بیٛہنہٕ دادِہ بٮ۪تاب گومُت۔ توٚہی نیٚتون
سُہ راجہ بنأوِتھ تہٕ بیٚرِو توٚ، دیٛوِہ یہ بدقسمت ملک اَمنُک
وۄشوا تراوِہ۔

وکرم

بہٕ چھُس نہٕ یتہٕ سَزا دِنہٕ کہٕ خیالہٕ بہت بلکہٕ لڑایہٕ موکھ۔ یہ
لڑأی چھےٚ میٚہ کرٕتھ ،تٕژھی بٔنے ہرٕ یٕتھ اَکِس مُصوّرس
تصویر ہیٚکہ آسِتھ۔ میٚہ پٕزٕہ یہ تصویر جاندار اَکیٚرہ دِی دِی
تہٕ شوخ رنٛگ بھٕرِی بھٕرِی یٕرٕ ییٚتھ دوہ ہہ مکمّل بناونی۔ یوٗت
یوٗت یہ شکل چھےٚ لبان، میوٚن ذیٚہن چھُ زیادے اتھ
ہیٚتی آور سپدان۔ یمہٕ وِزہ یہ مکمّل چھےٚ گرٕژھان بہٕ چھُس

یہ دوشا ترأوِتھ اَند کِنُ نزاوان ۔ تباہی چھ صِرف مواد
ہمہ سبتی یہ تسکل چھ لبان ۔ یہ چھ تتھی دلکش ییتھ
زن پلاسٹکی دوہ زلی پۆشہ گوندی چھ آسان ، مَس تہ
خُمارہ ہتی ، مگر پریتھ کُنہ پۆشَس چھُ پننی نزاکت تہ
پنُن جھار ۔

## سپہ سالار

مگر مہراج ، یہ صوُرتِ حال ہییکہ نہ زیادہ کالس چلِتھ ۔ توہہ
چھ بیہ تہِ کنہہ فرض تہ کامہ ۔ وزیر چھُ میہ تسیچھ پیٹھ
شیچھ سوزان ، زہ بہٕ کرِ دوہہ توہہ یہ وُچھنس اندر بدہ زہ
یہ لڑأی کأم ژاہ چھ توہہ پننہ مُلکہ کھأترہ نوقصان دِییہ ؟

## وکرم

بہٕ ہیکہ نہ دُنیاہس اندر بیہ کنہہ تہِ وُچھِت ، صِرف یہ
کیٹھا میانین باکمال اَتھن ہُندہ ذریعہ دوہ پدان چھُ ۔
مُبارک چھ شمشیرہ ہنز موسیقی ، مُبارک چھ بجہ لڑایہ ہمہ
الِسانہ ہنِدِس وُچھس یارہ ہندہ نالہ متسکی پاٹھی چیر
چھ دِوان ۔ سپہ سالارٕ ینر ۔ ژ بہٕ چھے بیہ تہ کأمہ کرنہ

پیاٗنہِ مشورٕ چھِ شمشیرٕ دارٕ بیٚیہ زیادٕ ژنگ رٹان۔

(سپہ سالار ییزان)

یہِ گیہِ آزادی غلامی ژٕج پاٗنہٕ پانٕے تہٕ قاٗدی گو آزاد،
اِنتقام چھُ محبت کہِ بٕے کاٗف شرابہٕ کھوتہٕ زیادٕ طاقتور
اِنتقام چھُ آزاٗدی۔ محبت کیٚو گرٕمہٕ گرٕژھ وَنیو موٚدریو
نالہٕ مَتیو نِشہ آزاٗدی۔

(سپہ سالار اژان)

سپہ سالار

مہراج، سالِس خیمَس کُن چھِ اکھ اٗگی یوان، ظاہر آسہِ
صُلحک پیغام ہیٚتھ آمت، تکیازٕ ہتھی یار بند سپاہ چھس نہٕ
کینہہ تہٕ اَردلس۔

وکرم

جنگہٕ پتہٕ گژھہ اُمن آسُنۍ، مگر تمیُک وکھ وۄت نہٕ
وِنہٕ کینہہ تہٕ۔

سپہ سالار

گوڑہ وُچھو مہراج پیغام کیاٚ آسہِ، پتہٕ...

وِکرَم

پَتہٕ تھاوو لڑٲئی چلہٕ وُنی، بیٚیہ کینہٕ زن چلان چھُ

(اکھ سپاہ اژان)

مہرٲنی چھےٚ آمٕژ، سرکار، تۄہہ چھُ سمکھُن یژھان۔

وِکرَم

ژہ کیاہ چھکھ ونان ؟

سپاہ

مہرٲنی چھےٚ آمٕژ، سرکار۔

وِکرَم

کوٚس مہرٲنی ؟

سپاہ

سانہِ مہرٲنی ہِمترا چھےٚ آمٕژ سرکار۔

وِکرَم

سپہ سالارس گژھ وُچھ کُس چھُ آمُت۔

(سپہ سالار تہٕ سپاہ نیران)

وِکرم

یَنہٕ میٚہ کشیٖرِ لڑاییہِ ہنٛدِس شِکنجس اندر ژاپٲر، یہٕ چھ تس
ترٛیٚم لٹھ میٚہ نشہ ییٚنس۔ بچارٕی نخنہٕ چھہٕ میٚہ پھٹی رادیچ
کوٗشِش کران۔ مگر یہٕ لڑاے چھنہٕ خاب، زہٕ اُچھ کھولِتھ
تہٕ ییٚہ آسہٕ سوٗی شاہی محلک باغ، تمے لیہٕ شہٕ چمن ہیوے
رأنی، تمہٕ ہنی لولہٕ وودشن تہٕ میٚہر بأنین ہندی زیٹھی دَوہ۔
نہٕ نہٕ نہٕ، ہر گز تہٕ نہٕ۔ یہٕ چھ میٚہ غولام بناوُنہٕ کھاترٕہ آمٕژ جنگ
کہٕ مأدانہٕ منٛزٕ پننہٕ فتیح نشأنہٕ ہیش شاہی محلہٕ کِس
دٕلیٚوان خانس منٛز تھاونہٕ موکھ آمٕژ۔ میٚہ غولام بناوُن
گژھ اَمس ترٛٲوِتھ بیل اَنہٕ کھوتہٕ مُشکل۔

(سپہ سالار اژان)

سپہ سالار

مہراج، یہٕ چھ پژی کنی سأنی رأنی لوسہٕ توہہٕ سمکھن چھ
یژھان۔ میٚہ چھ یمہٕ کنہِ دأنج ژھینان زہٕ یہٕ چھس
نہٕ تس توہہٕ نشہٕ بیٚ وایہٕ ینک اجازت ہیکان دِتھ۔

وکرم

کأنسہ زمانہٕ سمکھنیچ نہٕ چھ بہٕ گأٹھہ موزوٗن جائے تہٕ نہ کأنہہ موزوٗن وقت۔

سپہ سالار

مگر مہراج!

وکرم

نہٕ ہرگز نہٕ۔ میٲنین پہرٕ دارن وَن زہٕ میٲنِس خیمس تھاوَن زبردس پہرٕ، دشمَن ہنٛدہ بیٚیہ نہٕ، اَکِس زنانہٕ ہنٛدہ تہٕ۔

(سپہ سالار نیران)

(شنکر اژان)

شنکر

بہٕ چھس شنکر، راجہٕ کمارسینن نوکر۔ ژیٚیہ چھُنس بہٕ پننس خیمس اندر بند تھوومُت

وکرم

میٚیہ چھ خبر، بہٕ زانہ ژہٕ

شنکرہ

چیانِ رائے چھے ژِ بیٚہ خیمہٕ نیٚبرٕ کیٚنہ پراران۔

وکرم

تُس پیٚیہ بیہِ تہٕ دُور رُوزِتھ میٚہ پرارُن۔

شنکرہ

میٚہ چھ یہ وَنٕنہٕ خجالت گژھان زِ سو چھے ئڈٕ نیٚزمی میٚان ژٕ بیٚہ معافی منگنہٕ آمژٕ یا ہرگاہ یہ کتھ آسہٕ نہٕ تیلہٕ چھ چیانہٕ اَتھہ پانس پیٚٹھ سزا قبول کرنہٕ آمژ۔ سو چھ دپان یہ سورُوی کیٚنہہ سپُد تسندی کنہٕ تہٕ سوے چھ قصوٗروار۔ سو چھے ژٕ بیٚہ یہ کنیٚژھا مُقدّس چھ تمیٚوک پاس دِتھ التجا کران زِ ژٕہ تراوتن وونی تسُند بوٚے تہٕ بأی سُند ملک۔

وکرم

مگر بُڈا چیوٚن گژھ زانُن زِ یہ چھ جنگ، تس سیتی نہٕ تسندِس بأیس سیتی۔ میٚہ چھنہٕ اکِس زنانہٕ سیتی مسلہ کِس نفع نو قصانس پیٚٹھ بحث کرہ نچ فرصت۔ مگر اکھ

مرد آسنہ کہِ لحاظہ پزی ژیہ سوچُن زِ یلہِ پزہ یا اپزہ
لڑائی چھہَ لگان، پتہٕ چھُ مرد آسنُک غرور یی وَنان زہ
سو گژھہ اَنُد واتنی۔

## شنکر

مگر مہراج، تو ہیہ چھہَ جتر زہ تو ہیہِ چھوہ یہِ لڑائی اکِس زنانہِ
ہیتی تہٕ مرٕ، سہ زنان یوسہ نہنز رأنی چھہَ؟ سوَن راجہِ
چھُ تسُند بوے آسنہ کنی تِہنٕدِس اتھولس مدد کران۔ بہ چھُ
سوَ تو ہیہِ پرٕیرٹھان زہ راجگی یا مردانگی چھا اُتھی وَنان زہ
اکِس گھر تنازِس جنگچ تشکل دِنی، تہٕ سُہ جنگ اکہِ ملکہِ بییس
ملکس واتہٕ ناوُن؟

## وکرم

بڈا چیائی زیوٚ چھہَ عدہ ڈلن ہیوان۔ تِہ ہیٚکک مہرانہِ
دنِتھہِ زہ یلہِ تسُند بوے کمار سین ہار مانہِ تہٕ اکسہ برونٹھہ
گنہِ ہنھی یار تراوِہ، اَدہ ہیٚکو اُسی معافی ہنٕدِس مسلس پیٹھ
غور کرِتھ۔

## شنکر

سُہ چھُ تھوڈی ناممکُن ییتھہ صبحہِ کِس اختابس مغربہ کنی زمینس

بوٚزِ دِیُون چھُہ ۔ میٚون راجہِ لوٚکہ زادٕہ یِہ زِندٕہ زوٗہ
ژٔھیٚنہ برٕ وشنٕرٕ کٔنہِ ہرگنز تہِ پٔنُن کلہٕ ۔ تُہٕنز بیٚنہِ تہِ ہیٚنکہ
یِہ ترٕٹھ کتھ بر داش کرِتھ ۔

وکرم

اَڈٕہ تیٚلہِ روزٕہ جنگ تہِ جارٔی ۔ ژٕہ چھکھ نا سوٗنچان زِ
اَکِس حٔدس وٲتِتھ چھِنہٕ یِتہٕ بہادُری ، بہادرِی روزان ،
بلکہِ چھہٕ محض بےٚ قلی جگرٕ دارِی نبان ۔ یہٕ چھیٚون راجہِ ہیٚنکہٕ یِہ
میٚیہ زِشہٕ بچِتھ ۔ میٚیہ چھُہ سُہ پرٚیتھ طرفہٕ وٚلمُت ۔ تہٕ
چھہٕ تُس تہِ پتہٕ ۔

شنکر

تُس چھہٕ نہِ بےٚ نتک پتہٕ ، مگر یتہِ چھُس خبر زِ اکھ دسلع
وٕژھر نہِ چھُہ موجوُد ۔

وکرم

چیٚون مطلب ؟

شنکر

مطلب چھُہ موٗنت ۔ سُہ فتحک دروازٕ پیٚارِی سُہ چیٚانہ

اَتھ مَنزٕ ژٕلہِ۔ بلکہٕ سوٗی آسی تسُند انتقام تہٕ

(نیران)

(حاضر باش اژان)

حاضر باش

کمار سین پِیتر چندر سین تہٕ تسنٛز زنان ریوتی چھ

باریابی یژھان

وِکرم

حاضر کرکھ۔

(حاضر باش نیران)

وِکرم (چندر سین تہٕ ریوتی اژان)

بٕ چھس توہہ دو نوٛنی نمسکار کران۔

چندر سین

زِنٛدٕ واٗنس آسی نے۔

ریوتی

بھگوان دِی نے فتح

چندرسین

تسندِرہ کھاٲترہ کُس سزا چھُت ژ ییہِ سوٚنچمُت ؟

وکرم

ہرگاہ سُہ آن مانہِ ، بہٕ کرس معاف۔

ریوتی

یتھٕی ؟ بییہِ ناکینٛہہ تہٕ ؟ ہرگاہ چھیکرس یہے معافی موٗفی یِیدِ تیلِہ کوٚہ موکھ چھےٚ بیٚتر نیاٗرِی سَیدان ؟ راجہِ چھِنہٕ کینٛہہ وٲنٛسِ شرٕی آسان تہٕ جنگ چھُنہٕ محض شرٕی گِندُن۔

وکرم

میٚون مقصد اوٚس نہٕ کانٛہہ لُٹاوُن بلکہِ پنٕن یزت بحال تھاوُن۔ یمہٕ کلَن تاج دِیوٗت سُہ ہیکہِ نہٕ توہین برداش کٔرِتھ۔

چندرسین

معاف کَرُن میٲنہِ گوٚبرہ، ژکیاژہ سُہ نہٕ چھُ وٲنسہِ کنہِ تہٕ نہٕ عقلہِ کنہِ بالیغ۔ ژہ ہیکہِ ہَن سُہ تختہٕ نشہ محروٗم کٔرِتھ یا وٲتہِ وٚبلایہِ لاگِتھ۔ مگر زِندگی ہنٛد امان گژھیس دِیُن۔

وکرم

مگر میٚہ یوٚژھ ہٕ زٕنہٕ تہٕ سُہ مارُن۔

ریوتی

تیلہٕ کتھ پیٚٹھ یہٕ فوجہٕ فوج تہٕ ہتھیارہٕ ہتھیارہٕ؟ ژٕہ چھُکھ سپاہ ماران یمو ہٕ ژٕبہٕ کانہہ تہٕ ازاوٕ واتہ نوُوی۔ مگر ییٚس سزاوار چھُ سُہ چھُھن ژاوان؟

وکرم

میٚہ توٚگ نہٕ بوزُن چیون مطلب کیاہ چھُ؟

چندرسین

مطلب ہٕ کینہہ۔ یہٕ چھ کمارسینس ناراضہ۔ تمی کوٚرسوُن یہٕ ملکھ مصیبتس اندر گرفتار، تکیازِ چیانی ناراضگی ہیٚتزٕن خامخا مُلی، حالانکہ ژٕہ چھُک اسہٕ سیٹھاہ نزدیک آشناوٕ۔

وکرم

یلہٕ سُہ گرفتار سپدِہ، تس سیتی کرِہ انصاف پانے کنھ

ریوتی

یہٕ چھ سے ژٕبہٕ یہٕ وننہٕ آخر زِہ ینہٕ ژٕبہٕ گمانہٕ گژھی زِہ

اَسہِ کیاہ چھُہ سُہ ژُورِہ ھٔوومُت۔ یہِ چھیٚ لوکھ یِم تَس سیٚتی چھیٚ۔ تِہندِس فصلَس تہٕ گامَن دِہ ژٕ کھہ، تِم مارُکھ بوچہِ بوچھ کران، اَدِہ وُچھ یِم کیٚتہ پاٹھۍ کرن تَس ژٕ بیہ حوالہٕ۔

چینٛدرسیٚن

نبیزمی، دوٚیمے بیٚنزمی کر۔ گوٚبرا، شاہی محلہٕ خانَس اندریکھ گُشیر چھے ژبیہ آو آوَس پٕراران۔

وِکرم

ضرور، نوہی یکیٚو، بہٕ تہٕ وُوٚنَس۔ (تِم دوٚنوے چھ ییران)

دوٚہہ ہمہ جہٕنمہ چھ ناہٕ برییٚہہ۔ اَکِس زنانہِ ہٕنٛدِہ دِلُک طمع تہٕ نفرت۔ میٚہ وُچھ ٹیٚنٛدِس بتہیس پیٚٹھہ ٹیٚنٛہ تہٕیچ ترایے گرایے۔ خُدا زانان، میالِس ڈیکَس تہِ چھا ترٕژھے ہیٚشہ گیٚنہ، اکہ پوٚشیدہ ناہٕ چھ دَزان رٕکھ؟ ٹیٚنٛدی پاٹھۍ چھا میانی وُٹھ تہٕ کاٹنہ قابلہٕ سنزہ نشراکہ ہٕنٛدی پاٹھۍ گوٚنَن نِشہٕ ہٕلی تہٕ زاوٕلی گامتی؟ نہ، ہرگز نہ۔ میٚہ چھُو ژٕری کِنی جنگُک امار، مگر کُنہ طمع یا ظلمہٕ کھاٹرہ نہٕ کُنہہ تہٕ۔ امیٚوُک نار چھُ لولہٕ نارکی پاٹھۍ، یِتھ نہٕ کانہہ تہٕ حد چھُ نہ ییٚس

ہِ مۄل نٕرَے چھکاوُن زانِہ، یُس یٲنی یاپَس الا چھُ دِوان
تہٕ یَتھ اَکھ لاگِہ تنھ یا چھُ جمکہٕ ہیٚوان نہٕ سوُر سپدان۔
(حاضر باش اژان)

حاضر باش

مہراج، برٛہمن دیٚوَت چھُ سمکھُن یژھان۔

وِکرم

دیٚوَت چھا آمُت؟ اَنُن یوُرِی۔ نہٕ نہٕ، ٹھہر، میٚہ دِہ سونچنہٕ
بہٕ زانَہ سہٕ دارہ یٲٹھ۔ سُہ چھُ میٚہ جنگہٕ کہٕ تاداہنہ منزٕ واپس
کڈنہٕ آمُت۔ برٛہمنہ ژییہٕ پرٛاَٹھ اندرِی دَریاوکی
سوٚتھی۔ دونی یلہٕ آبن ژھٹ گڈ ژہ چھُک بڈٕہ موٗصوم یاٹھی
پرٛارتھا کران زِہ یہ گوٗژھ میٲنِس زمینس سگہٕ ہیٚن دِتھ ژھوکُن
تہٕ ہمُن۔ کیٛا یہ رۄزِ یا تھُزن کرِن ڈیہٕ ڈاس تہٕ ملکس تباہ
کرنہٕ درآی؟ خونخارہٕ سنٛز خوشی چھَ اُنی آسان۔ اَتھ چھُ سیٚٹھا
کم دٲلش۔ یہ گژھِ لوٗکُک حصہٕ جل وَٹُن۔ ییٚتھَر کُنہٕ اکھ بدمَس
ہوٚس تلاوس اَندرہ یمیٚوش مۄلہٕ چھُ اتان پراَٹھ۔ داناہ ہیٚن
ہُنِدی مشورہ تالہِ بیٚٹھ، مگر تیٚلِس موٗقس پیٚٹھ یلہٕ زن

سوُردی طاقت ژھوکہٕ۔ نہٕ ہرگزٕ ہنٛ۔ میٛہ پزٕہ ہنہٕ اُمس برٛہمنس
سمکھن۔ (حاضر باش نیران)

(ترٛیچورُک پہاڑی سردار اماروٚ اژان)

امارو

مہراج، بہٕ چھس تہنٛدہ حکمہ موٗجوٗب آمُت۔ بہٕ چھُ سو توہۍ ہیٚنٛ
راجہ تسلیم کران۔

وکرم

اچھا، ژٕہ چھکہٕ یمہٕ جایہٕ ہنٛد سردار؟

امارو

اوٚہ، مہراج، بہٕ چھس ترٛیچارُک سردار۔ توہۍ چھیٚوٚ راجن ہٕنٛدۍ
راجہ تہٕ بہٕ چھس تہنٛد اکھ خادم۔ میٛہ چھَ اکھ کوٗریمیٚس اِلا
ناو چھُ۔ سو چھ لوٗچ تہٕ تہٕ حسین تہٕ۔ ہرگاہ بہٕ وَنہٕ زہٕ سو
چھ تہنٛز راۂنۍ بنٛنس لایق ہینٛ تہٕ ہہٕ گماہن گرتھ ژٕہ بہٕ
چھس یَنٛ بجر تھیکان۔ سو چھ یبرٕ گنہٕ پراران۔ میٛہ
دِلو اِذِن بہٕ سو زنٛ توہہ نشہٕ یمہٕ پوشہٕ دارہٕ ہنٛز سو
بہتریٖن ڈالی۔ (نیران)

(اِلاّ پننِس حاضر باشس سِیتی اژان)

وِکرم

واہ، یہٕ گیہٕ صُبحکہٕ پرٛا گاشکی پاٹھۍ ظاہر اَسِس برونٛہہ اَسِس
ژوپاٹھری اَنہٕ گٹہٕ رات ہِش درنیٚتھ یوان۔ سو ناوہرۍ پکھ
بردٔنہہ۔ ژیٚنہٕ منشی روٗدتھ یِیہ جنگ تہٕ جنگک ماٗدان۔ کشیرہ لوے
جنگہٕ کِس دیوتاہَس پنٔنہ بہترین کان وأنجہٕ۔ چیانہٕ سیتی
چھُ میہ یچاس سپدان زہٕ میانہٕ اُچھ آسہٕ واٗرانِس اندر
چیائیِن پننِس تام آوارہ پھیران۔ مگر ژہٕ کیاژہٕ چھکھ ژیٚننس
کُن اُچھ نوٗمہٕ راٗدتھ ژھو ییہ دَم کرِتھ پیتاوہٕ؟ میہ چھُ چیائیِن
بدنس اندر یہے دٲرِچ ہِش تھتھراینہٕ محسوس سپدان، حالانکہ
داوگی ژوزن چھہ یہٕ تھتھراینہٕ ژوٗرہ ناوہش

اِلاّ (نمان)

میہ چھُ بُوزمُت تۄہۍ چھوہٕ بڈی راجہٕ۔ میوٚن اکھ الِتجا کرِزی تۄپور

وِکرم

ژہٕ وودتھ تھوٗد۔ یہٕ زمین چھنہٕ اَتھ لایق زہٕ چیانیِن پادن
دِیہ بوسہٕ۔ ژہٕ کیاژہٕ چھکھ کرِتھ بیٚتھ نمان؟ یہٕ ہیکہٕ چیون

کاتھہ تہ التجا پوٗرہ کرٕتھ۔

الٰا

میانی مالی پشر اوسُس بڑ توٗہہ، توٚہی پشر اَو مےٚ وائس۔ توٚہہ چھوہ اَتھ رٚوس دولت تہ حدہ رٚوس سلطنت۔ مےٚ ترا ٔو لڑٕھ اندر تہ گرٕ چھیو۔ توٚہہ چھہ کُنہ چیزہٕ کمی

وکرم

کیاّ مےٚ چھنا پڑی پاٹھی کُنہٕ چیزٕچ کمی؟ ژےٚ کتھ پاٹھی ماوے بٕ پننہ دلٕ؟ اکی حد گتہ چھہ؟ اَچھ دولت گتہ چھہ؟ یہ چھ ژھوٚرّی تہ چھوٚلُوی۔ کاش مےٚ آسہ نہ سلطنت بلکہٕ صرف ژٕہ۔

الٰا

تیلہٕ کر گوڈہ مےٚ ختم، پتہ کُنہ توٚہی رٕکھ اندر جنگلی ہرٕنس دانجہٕ تیز سئیر راوان چھوہ۔

وکرم

مگر کیاّ زہ۔ مےٚ بسِتی پتھر لغزت کیاّ زہ؟ کیاّ بٕ چھُس نا یوٗت تہ ژےٚ لایق؟ مےٚ چھ کمہ حکومتہٕ پننہ مرٕھ زورہ زینیمژہ، کیاّ بٕ ہیکہ نا ژےٚ چیون دلٕ منگہٕ نکُ التجا کرٕتھ؟

## اِلاؔ

مگر میوٚن یہِ دِل چھُنہٕ میوٚن رُودمُت۔ میہٕ چھُ یہِ اَکھ دِیوٚتمُت، یَس دوٚنٕوٕنی رێتہٕ واد میہٕ نِشہٕ جُدا سپدِی مٔنٛس گیہٕ۔ یُہ زَن میہٕ سیتی وعدہٕ چھُ کوٚرمُت بہٕ واپس ییتھ یٔنٛس پرٛ اَمِس جنگلَس اندر سمکھنک۔ دوہ چھِ گذران تہٕ بہٕ چھُس پرٛاران۔ جنگلُک سوٚن سوٚ چھُ خوفناک سپدان۔ ہرگاہ سُہ واپس ییہٕ دِزہٕ میہٕ لَبہٕ یہٕ، ہرگاہ سُہ ہمیشہٕ کھاترٕ گژھِ، جنگلچہٕ زھایہ روزن لوٚہ مُلاقاتس تا اَبد کرٛێنستان۔ مہراج، میہٕ مَتہٕ ہتہٕ۔ میہٕ نزراوِتہٕ تَسندِ کھاترٕ بیہ میہٕ بہٕ سمکھنک وعدہٕ چھُ کوٚرمُت۔

## وِکرم

کوتاہ خوش قسمت اِنسان چھُ سُہ۔ مگر بہٕ چھُسے زِیہٕ بَروَکھ وَنان زِ دیوتاہن چھُنہٕ اِنسانن ہُند یا نہٕ وٲنی محبّت کرُن خوش لوان۔ بہٕ وَنے اَکھ راز۔ وَقتا اوٚس یِلہ میہٕ سارِی سی دُنیاہس لَتھ دِژ آبہٕ تہٕ صرف محبّت کر یاو۔ بہٕ سَپدُس پَنہٕ نِندرِ منٛز ہُشار تہٕ دُنیا وُچھم تتی نِہ موجود، صرف اوٚس میوٚن محبّتی اوٚت حُبابکی پاہِٹھی غائب سَپدُمُت۔ تَس کیا چھُ ناوِیس تہٕ

وَتہٕ چھکھ وُچھان ؟

الاؔ

سُہ چھُ کشیرِ ہُند رٲجہ ۔ کمارسین چھُس ناو ۔

وکرم

کیاہ ؟ کمارسین ؟

الاؔ

تَرہ زانہٕ ہمنہٕ سہ ؟ تَس زانَن سارِی ۔ کشیرِ چھُ پنُن زُوجان تَس فِدا کورمُت ۔

وکرم

کمارسین ؟ کشیرِ ہُند راجہ ؟

الاؔ

بے شک ۔ سُہ آسہِ ضرُور چیون دوست ۔

وکرم

مگر ژیٚہ چھیے ناخبر تسندہ قیسمتک اختابہ لوُس ؟ تسنز برانہٕ ژاد ، سُہ چھُ تسکارِکی پاٹھی ، یس تسکارِی پتہٕ آسہِ ، اکہِ جایہ بییس جایہ پان چھپاوان ۔ یمَن بالن اندر چھُ اکھ بوچھ

ہوت انسان تِہندہِ کھوتہٕ زیادٕہ خوش۔

اِلا

میہ چھُنہٕ کیہہ تہٕ وِکرٕہ نژان مہراج

وکرم

توہیہ زنانہٕ چھوہ پنُن دِل ہینِتھ یہان تہٕ صرف محبّت کران۔ توہیہ چھوہ نہٕ جنر دُنیاہچ پُرشور لہر کیتھہٕ پاٹھۍ چھہٕ دوران تہٕ اَسہٕ مَردن پانَس سیتی یِرہ والان۔ توہیہ چھوہ پننین غمگین ہرنہٕ چشمن اندرادّش ہینِتھ کمزور دوہ میٖذن لَلہٕ کھوٚل کرِتھ کرِتھ پراران۔ مگر چیٖون گژِتھ نادوہ میٖد سپدُن تہٕ ہیٚنچھُن۔

اِلا

مہراج، پوٗزی دُنی توم۔ میہ مَتہٕ دِیتو دوکھ۔ بہٕ چھس سیٹھا لوٚچ تہٕ کمزور، مگر چھس تِسنزی اُژ۔ میوٚن عاشق گژھہ بے گھر وارانس اندر چھُ آوارٕہ پھیران، ہے بیٚرن سۄ ژھارنہٕ، ہرگاہ بہٕ پانہٕ گھرٕ نیبر زِتھہ تہٕ چھس نہٕ ڈراہٹ۔ میہ مادِہ توہیہ وَتھہ۔

وکرم

تَس چھہٕ دُشمنہٕ سِندی سپاہ پتہٕ۔ سُہ ہیکہ نہٕ بچِتھ۔

## اِلاؔ

مگر ژےٚ چھکھ نا تَسنٛد دوست؟ ژےٚ بچاوٕہن ناسہٕ؟ اکھ راجہٕ آسہٕ
خطرس اندر تہٕ توٚہی کرِوہٕ پانہٕ راجہٕ آسِتھ تہٕ برداش؟ توہہٕ چھُ
نا پَنُن غارتھ تَس مَدد کرنچ تاٚلیم دوان؟ میٚہ چھُ خبر ژےٚ
سوٗرُی دُنیا اوس تَس زُو وندان، مگر یلہٕ تَس مُصیبت آو
تِم ساٗری کوٚت نَنا گٔیہٕ؟ مہراج، توہہٕ چھُ سیٚٹھا طاقت۔ مگر تِہند
یہٕ طاقت کتھ لگہِ، ہرگاہ نہٕ توٚہی تِھتھس مہراجس مدد کرِو؟ توٚہیہ
چھوہٕ پنُن پان پتھ رٹان۔ تٔوِ میٚہ وَنِتھ بہٕ کرہٕ اکھ کمزور
زنان آسِتھ تہٕ تَس پیٚٹھ زُو نثار۔

## وِکرم

بے شک کرہٕ ژےٚ تَس محبّت، ژٕوہٕ جانہٕ کرُس محبّت۔ پننِس دلکِس
تَس باشان راجس کرہٕ بلا شک محبّت۔ میٚہ چھُ پننہٕ محبّتک سورگ
زُو مت مگر چیانہٕ خوش روزنک شُتر کرِتھ سَپدہٕ بہٕ تہٕ خوش۔
بہٕ کرہٕ نہٕ چیون محبّت پامال۔ ہوٚ چھم لنڈ ہینکہٕ نہٕ وو زمینو
پوشو سیتی شوٗلِتھ۔ میٚہ پیٚٹھ کرہٕ پَزِ ژھ۔ بہٕ چھُس چیون دٔس۔
بہٕ وَاتہٕ ناوَن سہٕ ضرور ژیٚہ نِشہٕ۔

اِلاّ

بُڈہٕ مہراجہٕ، میانہٕ زندگی تہٕ خوشی ہُند سُہ رگ چھُ چیانی بخشش

وِکرم

گرٕ ٹھ، ژہٕ رُوز مہرنہٕ پیہ شاک لاگتھ تیار۔ بہٕ بدلاوہ پننہٕ موٗسیقی ہنز تال۔

(اِلاّ نیران)

بہٕ لرٕ ڈٲی ہیٚژن ووڈلہ بارہٕ بٔنی، مگر اَمُن تہٕ چھُ بےٚ مزہٕ۔ بےٚ گھر گٔمتہٕ انسانہٕ ژٕہ چھکھ میانہٕ کھوتہٕ زیادہٕ خوش قسمت۔ ژٕہ یورہٕ دُنیاہَس اندر گژھکھ، آسمانچہٕ نگران اَچھ ژٕہنٕدی پاٹھی چھُوٗی ژٕ بیٚہٕ اَکِس زمانہٕ ہُند محبّت سیتی سیتی۔ سُہ محبّت لُسِ چیانی ہار نفسَس اندر چھُ بدلاوان تہٕ چیاٗنِس مُصیبتس دوہ لُوسِس نِکہٕ اَڈبرٕ کی پاٹھی اکھ شان چھُ بخشان۔

(دیودَت اژان)

دیودَت

میٚہ بچاٗو۔ تُو یمِن پیٚتہٕ لارہٕ وَنِین نشہٕ۔

وِکرم

تم کم چھِ؟

## دیودت

مہراج تِم چھِ تُہنٛدۍ پہرہ دار۔ تِموٚ تھوٚوُس بہٕ یتھ اُڈِس گانٛڈِتھ
یُس ہۄ اکِس اُنٛتھس تام منٛہ کلانی گو زبردس پہرس اندر۔
میٛیہٕ چھُ تِمن سیٚتۍ علمچ تہٕ فنچ کتھ، تِمن آد اسا، گمان ہۄ
تَیدِک بہٕ چھُس تِمن بے قلاہچ کوشِش کران۔ یِتہٕ ہیٚنٛتی میٛیہٕ
کالیداسنۍ بہترین شار بوزنہٕ ناوِنی۔ اَدہٕ تِموٚ سیٚتۍ کُھٹۍ ہیمن
چیٚرہٕ شرنٛڈان نہنزہٕ۔ میٛیہٕ بیٚیز ہیٚنٛز دِی تہٕ یہندہٕ خیمہٕ منٛزہٕ
نیٚرِتھ دُلِش ژییہٕ نِشہٕ

## وِکرم

یِمن پہرہ دارن گژھہ اَدہٕ منٛہ کھ نیٚرا لگُن زہٕ یلہٕ اکھ قٲدی
یِمن کالیداس بوزنہٕ ناوِہ یِم ہیٚنٛن کھروک کڈٕنۍ۔

## دیودت

اُسی ہیٚکو تُہنٛدِس نیٚرا ہس بیٚیٹھ یِتہٕ سوٚنٛچِت۔ حالس یِنہٕ اَسہٕ
یہٕ تباہ کُن جنگ ختم کرن تہٕ پننٛ گھرہٕ واپس نیٚرُن۔ اکھ وقت
اُڈس زہٕ بہٕ اوٚشس سونچان، مُحبتچہٕ جدٲیی منٛز موٚدۍ رازہٕ
تہٕ اُمبری اُفت۔ مگر یینہٕ بہٕ لیٚور بینہٕ کھآ تہٕ گھرِ ژراس میٛیہٕ

زوُن زِہ اَکھ مُز کہِ برہِمن تہٕ ہیکہ نہٕ چھند ریمتہٕ مُحبتک تسکار گرٕھنہٕ نِشہٕ بچتھ۔

## وِکرم

مُحبت تہٕ موت چھُنہٕ پَنُن تسکار ژارنہٕ دِنہٕ یَتھیا طَس ڈلی ربانن۔ یمن چھُنہٕ کانٛسہٕ کُن پایر۔ بےٚ نتک گرٹ ھوانٛسی میانہٕ دوستہٕ، گھرےٚ والیس۔ مگر بتہٕ بیزنہٕ برونٛہہ چھ میہٕ اَکھ کأم ضرور کرنی۔ ژہٕ کر تریچار کسِ سردارس نِشہٕ کیٛنہٕ پاٹھی کمار سینٛز چھیٚن جایہ مُولوم۔ یلہِ سُہ لیہِ ہن، تَس وَن میانہٕ کنہٕ زِ ہےٚ چھُس نہٕ ووٚنی تَس دشمن کیٛنہہ تہٕ۔ بیہِ ہرگاہ تَس ہیتی بیہِ کانٛہہ اوسوی تہٕ سو سمکھی ژبیہِ۔

## دیووٚت

بےٚ نتک، بےٚ نتک، میہٕ نُوگ بُوزُن۔ سو چھ ہمیشہ سانیٚن دِلن اندر، ہرگاہ زن اُسی ہیٛکو نہٕ تسُند ناو ہیٚتھ۔ سو چھ عالی منش اوہ کنی چھُ تسُند دوکھ تہٕ سیٹھا۔

## وِکرم

میانہٕ ہیتی باجہ ژہٕ ووٚتھ بہارچہِ گوڈیچہِ واوہ گرایہٕ ہٕندی پاٹھی ہنگہٕ تہٕ منگہٕ میہٕ برونٛہہ کُن۔ ووٚنی لگہِ میہٕ بہٕ جَس پھلےٚ پتی میٛن

خوشحال وڑی ین ہنز ہیٚیم یاد۔ (دیو وَت ییٚران)

(چندر سیٚن اژان)

میہ چھے ژ بیہ اَکھ خوشخبر دِنۍ۔ میہ دِژ کمار سینس معافی

چندر سیٚن

ژ بیہ اَسِنھِس معافی دِژمژ۔ مگر وونۍ یَلہِ کشیرہ ہنز نمائندگی بہ چھس کران، تس چھ میانہ ذریعہ یتِنہِ مُلکُک فیصلہ بوزُن۔ تس چھ میانہ اَتھہ سزا کھیون

وکرم

خبر کیاہ ہیٚیو سزا؟

چندر سیٚن

تس چھ تختہ نِشہِ محروم سپدُن۔

وکرم

ناممکن۔ تسُند تخت کرہ بہ تس بیہِ واپس حوالہ۔

چندر سیٚن

خبر توہہ کُس حق چھُوہ کشیرِ ہندِس تختس پیٚٹھ؟

### وِکرم

یُس حق اَکِس فتح ہَنن وٲلِس آسان چھُ۔ یہِ تخت چھُ وونی مےٚون، تہٕ ہٕ دِمَن یہِ تس۔

### چندر سین

ژہٕ دِیہِ ہینہٕ یہِ تس؟ ہٕ زانن نالو کیاہ پیٹھ خود دار کُمار سین؟ ژیٚنہٕ چھُیہٕ خیال سُہ کرِہ ماٲلی بندہٕ یہِ تخت ژیٚنہٕ نِشہٕ نذرانہٕ پاٹھۍ رٹُن قبول؟ چیون انتقام کرِہ سُہ بَرداش، مگر چیاٲنی ژیٚدھ فیاضی وٚیتراوِہ نہٕ۔ (فاٲضد اژان)

### فاٲضد

مہراج، خبر دِٲتہٕ زہٕ کُمار سین چھُ اَکِس بندگہٕ اندر توہہٕ برونٹھہٕ گنہٕ ہٕھی یار ترأوِہ نہٕ پکان۔ (نیران)

### چندر سین

مےٚ یٚیہی نہٕ سہہ۔ چھا زنجورہٕ ژٕڈھینہٕ کھٲترہٕ پانے لوان۔ یٚژی پاٹھۍ چھا زندگی یٚژ مورلج؟

### وِکرم

مگر، سُہ کیا زٕہ چھُ بند پالکہِ اندر آمُت؟

## چندر سین

سُہ کیتھ پاٹھی ناوِہ پٔنٕن بُتھ ۔ بازرس اندر ہیے لُوکن ہُنزِہ اَچھ کان زَن گدٕی کرِنس۔ مہراج، ہیتھوٕی سُہ یہِ تہٕ اَنگنس دِزیوٚچھوک ہتہٕ اَنہٕ گٔٹس اندر کرِہ زیٚوس استقبال ۔ سُہ تُلِہ ناوِہ زیوِن ہتہٕ گاشس منز بے یٔنرتی ہُند صَدمہ۔ (دیودت اژان)

## دیودت

بوزان چھُس کمار سین چھُ تہٕ یہِ سمکھِنہٕ کھاتِرہ یٔنہٕ مرضی پانے یوان۔

## وکرم

بٔ کرِہ تٔس تِتھاہ پاٹھی سارِوی رُسوماتو سان استقبال، تِہ چھک پزاری اُسی تھۍ۔ میانِس سپہ سالارس وَن زِہ سُہ کرِہ ناوِہ سپاہِن اَنِہ کھاندرک جشن مناونٕچ تیاری

(دُکھی برٛہمن اژان)

## ساری

مہراجس اُسِنہ جے۔

## اَکھ دُکھی برٛہمن

اَیہ بوز تو یہ چھُوہ سائیس راجس تخت واپس دِنک پیغام سوزمُت۔

توٚہۍ یوٚسہٕ شاڈِی اَمہِ ہیتی کٔشیرِ عطا کٔرٕوٕ۔ اَسی چھہِ تمہِ کھأتہٕ
توٚہۍ آشیرواد دِنہٕ آمتی۔ (شنکر اژان)

(دِگرہ مَس آشیرواد دوان، سہٕ چھُہ تمِنَ نمان۔ برٛہمن نیران)

شنکر (کمار سینس کُن)

یہِ چھا پوٚز زِ کمار سین چھُہ پننَ پان پننِس دشمنس حوالہ کرنہِ یوٚر
یوان؟

چندر سین

اَوہ، یہِ چھُہ پوٚز۔

شنکر

یہِ چھُہ سراسر بےہتمان۔ میانہِ ٹاٹھہ راجہ، ہٕ چھُس چیتَن یہِ دِن لوکہ
میٚہ نجہِ تمہِ سنختی زِ بھگوانس چھہ خبر۔ توٚتہٕ کورم نہٕ اگوٚشہٕ تہٕ۔ مگر
یہِ کیتھہ ہیکہٕ ژٕ الِتھ یِتھ زِ یِکھ کشیرِ ہٕنزِ ساریٚے وَتہٕ ژھنڈان
ژھنڈان پانے فأیدٕ کُس ٹھیس اندر اَژنہٕ کھأترٕ؟ چیتَن یہِ
لوکہ کوٚنہٕ موٚ یادہ یہِ منحوس دُوہ وُچھنہٕ برٛونٹھی؟

سپاہ (اکھ سپاہ اژان)

مہراج، اَکھ چھہ درواز س پیٚٹھ

وِکرم

کاہہ تہٕ ساز چھنا کانٛسہِ اَتھس منز۔ سورنے، ڈول؟ شادِہ ہُند کاہہ ساز وائیو۔ (دَرواز س نزدیک واتان)

میانہٕ شاہی دوستہٕ بہٕ چھُسے دِلہٕ جانہٕ ژہیٕ استقبال کران۔

(سُمترا چھ ئُج ترأوِتھ اَکھ تھال اَتھس کیتھ ہیتھ اژان)

وِکرم

سُمترا، میأنی رأنی!

سُمترا

مہراج، وِکرم، راتھ کیتو دوہ رُودی وہٕ توہی جنگلن تہٕ وَنن اندر ئس ژھانڈو دِوان۔ یُہنہٕ لوکھ تہٕ یزرت منٛشی رأوِتھ رُود یوہ ژوہأری تارخ تاراج کران۔ اَز چھُ سہٕ میٛہٕ اَتھہ توہہ نِشہٕ پَنُن کلہٕ سوزان۔ سُہٕ کلہٕ، یتھ پیٹھ تُہنٛدِہ تاجہٕ کھوتہٕ تُنٛسدُ مُوت زیادہ نُنٛدہ بوَن چھُ لگان۔

وِکرم

میأنی رأنی!

سمترا

دوفنی ہۍ چیانی رانی کینہہ تہِ۔ رحمدل مونن چھ میہ ناد دیونمت۔

(پیٹھ پیوان تہ مران)

شنکہ

میانہ راجہ، میانہ آغہ، میانہ ٹاٹھ گوبرہ۔ ژیہ کوٚرتھ بہ بڈہ رنت۔ ژہ ہیوٚ ٹھگ پنیس اندل آباد تخنس پیٹھ۔ بھگوانن دژ میہ یہ فتح دچھنہ کھاترہ ییتیس کالس تام زندہ روزنچ موہلت۔ دفنی چھ میانی دوہ تہ ژھو ٹمیتی تہ بہ تہ یمے ژیہ پتے۔

(اِلا چھ مہرہ پوشاک لاگتھ اژان)

اِلا

مہراج، میہ چھ دنہ دون گنن گرتھ ہان۔ میون عاشق کتہ چھ؟ بہ چھس تیار۔

انت